# ترانۂ وطن

نمبر (۱)

از طرف غلام محمد خان
بکسلر سرینگر نمبر ۳۰-6

کلام مہجور صاحب



از مہجور کاشمیری

سرینگر ۱۹۳۶ء
قیمت ۶۰ پیسہ

۷۸۶

بلبل وناں چھہ پوشن گلشن وطن چھہ سونوی
سونوی وطن چھہ گلشن
گلشن وطن چھہ سونوی

تیتھ سانہ رنگہ وارے فول پوشن وارہ وارے
خوشبو تھند ژوپارے
گلشن وطن چھہ سونوی

منز باگ کوہسارن رٹ جای نو بہارن
فول لالہ شالہ مارن
گلشن وطن چھہ سونوی

الحجز فوی چھہ پوشن باغن وتن نہ گوشن
بلبل وچھت چھہ توشن
گلشن وطن چھہ سونوی

وِرِ قمم تہ ٹیکہ ٹہ نے سورِ آئے جاے رَٹنے
لگ ٹُور جامہ ژٹہ نے
گلشن وطن چھُہ سونوی

سنبل وِ نان تُنغَشَس بروزِنت ژرہ ترہا بہ چھُوکس
وَن تزاد باغ کُن وُتَس
گلشن وطن چھُہ سونوی

ہنز جنگلن یہ اچھہ پوش تنہا بہت چھُہ خاموش
درشن دِوان نِوان ہوش
گلشن وطن چھُہ سونوی

ناگن کوہن تہ آرن جوین تہ آب شارن
دتُو سونزہ نو بہارن
گلشن وطن چھُہ سونوی

باغن، کہن تہ بالن نارن ونن تہ نالن
کم رنگ گُل چھہ کھالن
گلشن وطن چھہ سونوی

اند اند سفید سنگر دیوارہ سنگ مرمرٗ
منز باگ سبز گوہر
گلشن وطن چھہ سونوی

بلبل کران گلن گتھ بمبر ینبر زلن پتھ
کاشر چھہ مست مس چیتھ
گلشن وطن چھہ سونوی

گوپہ کارہ شہ نشین وُچھ اند اند سو گل زمین وُچھ
آتشہ بر دچھت نگین وُچھ
گلشن وطن چھہ سونوی

کر سیر ڈَل برتھ یژھ    دِیاے گُل وُچھان گھڑ

پمپوش دِل رچھان ٹھژ

گلشن وطن چھو سونوی

اَسہ ون زمین چھہ پانپر    گھژ وچھہ ژہ کونگہ اوڈر

تہ دِل بلی ژلی شژ

گلشن وطن چھو سونوی

ویرناگ ڈورہ اَچھہ وَل    بولان چھہ طوطہ تہ جل

سُونے سوز بوز جل جل

گلشن وطن چھو سونوی

گھژ آہرہ بل ژلی شر    وُچھ قدرتک سو منظر

آبس زبان چھو گوھر

گلشن وطن چھو سونوی

وُچھ یارٕ وان ژٕندان گُل    ہیٚمہ مالٕ ہنٛد سوٚ منزُل
ڈیشت فوٚلی دِلک گُل
گلشن وطن چھوٚ سوٚنوی

ہرگاہ وُچھک ژٕ برگاہ    پیٚٹھ سنٛگرن چھوٚ صرگاہ
لاگ یوٚسِہ خیمہ خرگاہ
گلشن وطن چھوٚ سوٚنوی

دوٚدٕ پیٚتھرٕ بادشٕہ تار    اشٕہ تارٕ اکہ دِماہ پرار
گُل ڈیشہٕ مکھ ژٕ بے خار
گلشن وطن چھوٚ سوٚنوی

گلمرگہ آلہ پیٚتھرے    نیلہ ناگ گوگجھ پیٚتھرے
مخمل بہار وتھرے
گلشن وطن چھوٚ سوٚنوی

سوکھہ ناگ تہ سیدان        تتہ دچھہ یانہ بھگوان
بگھتن چھہ جلوہ ہاون
گلشن وطن چھہ سونوی

وچھہ لولوک تہ میدان        سرسبز کوہ بیابان
موت چھہ زندہ سپدان
گلشن وطن چھہ سونوی

سندہ وانہ چھہ تہ تن من        مانس بلس دِرہ ادہ تن
ہر سوکھہ سوپانہ اَو چھن
گلشن وطن چھہ سونوی

ہیجہ رہ دیس سونوی        باغاہ چھہ نوندہ بونوی
اتھہ لول گرتھ برونوے
گلشن وطن چھہ سونوی

رئیس الشعرا جناب

# مہجور کاشمیری

کے

تمام غزلیات اور اُنکے علاوہ ہر علم و فن کی کتابیں

سستی اور بارعایت قیمت پر

## ہمسے خریدیں

## غلام محمد نور محمد تاجران کتب

مہاراج رنبیر گنج بازار دو، مائسمہ بازار امیرا کدل

سرینگر کشمیر

کارونیشن سٹیم پریس لاہور میں باہتمام ملک غلام محمد پرنٹر چھپا اور غلام محمد پبلشر نے چھپوا کر شائع کیا